# رنجِ یاد

سُنیتا رینہ

ये'मि किताबि हुॅन्द्य साऽरी हों'कूक छि मुसनिफायि
हुॅन्दि नॉवु मऽफूज

किताबि हुंद नाव : **'रिहिज याद'**

लेखिका : सुनीता रैना

म्वल : १००. (अख हथ र्‌वपयि)

किताबत : मोती लाल मसरूफ

प्रेंस : जे.के. आफसे'ट, नई दिल्ली

छापन् सन् : 2001

देवनागरी लिपि अत्रंन : पी॰ एन॰ कौल "सॉयिल"

तेदाद : 200

मेलनुक पताह –

१. नागराद अदबी संगम्, जो'म।

२. वयभव प्रकाशन, सूर्य विहार, बोर्डी, जो'म।

३. महागुन एस्टेट्स, शालीमार गार्डन, सायेआबाद, यू॰ पी॰।

**Sunita (Raina) Pandit**
**C-19, Shalimar Garden Ext.-II**
**Flat No-404 Sahibabad (U.P.)**
Ph. 0120-4614788

# پَنٕنِس ٹاٹھِس مآلِس ماجہِ
# ہٕنٛدِ ناو

سُنیٖتا رینہ

पनुँनिस टॉठिस

**मॉलिस तुँ माजि हुँन्दि**

नावुँ

–सुनीता

# گذارِش

زِ ہیچ یاد چھےٚ مےٚ بانٛز گوڈنِچ کٲشُر شار سوٚمبرنا۔ اَتھ مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ میانہِ تخلیقہٕ رُدٕ واریاہن رِسالن مَنٛز چھپان بیٚیمہِ بیتو سٕے بیٚن کلامہٕ کِتابی صورتس مَنٛز چھاپ کرنُک شوق دوہ پٮ۪یٹھ باو۔ پننہِ شاعری مُتعلق پانے کینٛہہ وَنُن گیہ مےٚ یان نظرَن مَنٛز چار گژھی۔ تکیازِ پرتھ کانٛسہِ چھُ پننۍ تخلیق ٹھیکھ تہٕ قدرِ پایہٕ باسان چاہے سُہ کیٛازِ آسِ نہٕ اَدگُر تھوٚگر تہٕ دسی پایہٕ۔ بہرحال اَکِس تخلیق کارس ییٚم تہٕ حالات پانٛس اَندۍ پَکھۍ پیش چھِ یوان یا یِمو حالاتو مَنٛزۍ سُہ گُذران چھُ —— چھُ تَس دِلس تہٕ دماغی اثر انداز کران۔ چونکہ اَکھ شاعر چھُ سماجس مَنٛز لسان بسان تو کیٛنہ چھُنہٕ سُہ سماجس مَنٛز سپدَن والین حالاتو نِشہِ پان ہیکان بچتھ تھٲوِتھ۔ لہٰذا یہ کینٛژھا سماج دِوان چھُس تمی چھُ شاعر لفظن ہُنٛد وردَن لاگتھ سماجس برونٛہہ کُن تھاوان۔

دٔہن وُہن ہیتی مین وریٚین مَنٛز سپدی تمی کینٛہہ حالات پاد، یِمو اخلاقی قدرِ مِسمار کرِ بیٚیمہٕ کٔرۍ کاشرِ لُو اَنشہٕ کُنہِ چشمو کٔرۍ خون دِل ہور۔ کٲشرِ ہن پھور راوَن تیٚول سُہ ناوَن تھوو نکھہ وقتس لاگِو ووٚن یُس خبر کینٛژِس کالس کوٚہ چھِ مَنٛز آرِ گرِتھ روزٕ۔ لہٰذا یہ سورٕے مدِ نظر تھٲوِتھ مےٚ بہٕ کینٛژھا وۄہٕ تُند لانوو تی تھٔووم خلوصہٕ سان پیش تکیازِ یادٕ وۄٚتر چھےٚنہٕ کانٛسہِ تہٕ بخشان تمہِ کٔرۍ باسہِ پرَن والین اَتھ مَنٛز پھعہ لہٕ وٕنین تہٕ مُشک ژھٕہٹہ وٕنہن گوہ لابن ہُنٛد انہار تہٕ تہٕ کُنہِ خونہٕ دِل ہار وٕنہن گُلالَن ہُنٛد دوٗد مُت وچھ۔

بہٕ چھُس شری مکھن لال کنوٗل جینۍ، یِم پانہٕ تہٕ بڈٕ پایکۍ شاعر تہٕ مضمون نویس چھِ، وَتھِ دالنجہِ شُکر کران، تکیازِ تِمو کوٚر مےٚ یہ چھاپ کرنس مَنٛز پرتھ رنگہٕ اَتھ رُٹ۔

بوڑی، جموٗم۔

سُنیتا رینہ

## गुज़ॉरिश

रिहिज याद छे' म्यॉन्य् ग्वडनिच शारुँ सो'म्बरन।

अथ मंज़ छुनुँ कांह शक ज़ि म्यानि तखलीकुँ रोज़ुँ वारयाहन रिसालन मंज़ छपान, ये'मि सूँत्य मे' पनुन कलामुँ कितॉबी सूरतस मंज़ छाप करनुक शौक व्वपद्याव। पनुँनि शॉयरी मुतलक पानय के'ह वनुन गॅयि म्यान्यन नज़रन मंज़ चॉर्यगी। तिक्याज़ि प्रथ कॉसि छे' पनुँन्य तखलीक ठीख तुँ थदि पायि बासान चाहे सु क्याज़ि आसि नुँ ओ'गुर थो'गुर तुँ वॅस्य पायि। बहर हाल ॲकिस तखलीक कारस यिम ति हालात पानस ॲद्य पॅख्य पेश छि यिवान, या यिमव हालातव मॅज्य सु गुज़रान छु, छु तसुँदिस दिलस तुँ द्यमागस मुतॉसिर करान। चूंकि अख शॉयिर छु समाजस मंज़ लसान, बसान तवुँ किन्य छुनुँ सु समाजस मंज़ सपदन वाल्यव हालातव निशि पान ह्यकान मुछि थॉविथ। लिहाज़ा यि केंछा समाज दिवान छुस तॅथ्य् छु शॉयिर लफज़न हुंद वरदन लॉगिथ समाजस ब्रोंह कनि थावान। पॅत्यम्यन दॅहन वुहन वॅर्ययन मंज़ सपुँद्य तिथ्य् के'हं हालात पॉदुँ यिमव इखलॉकी कदरुँ मिसमार करि।

ये'मि किन्य् कॉशर्यव अशि कनि चॅशमव खूनि दिल होर। कॉशर्यन फो'र रावन त्यो'ल। सु तावन थो'वनख वक्तन ललुँवुन युस ख्बर कूँतिस कालस क्वछि मंज़ ऑर कॅरिथ रोज़ि। लिहाज़ा यि सोरुय मदि नज़र थॉविथ मे' यि केंछा वोंन्दि ललुँनोव तिय थोवुम खो'लूसुँ सान पेश तिक्याज़ि यादुँ वो'तुर छुनुँ कॉसि ति बखशान। तमि किन्य बासि परन वाल्यन अथ मंज़ फ्वलुँवुँन्यन तुँ मुशुँक छटुँवुँन्यन ग्वलाबन हुंद अनुँहार ति तुँ कुनि खूनि दिल हारुँवुँन्यन गुलालन हुंद दो'दमुत वछ ति।

बुँ छस श्री मक्खन लाल 'कंवल' जियिन्य, यिम पानुँ ति बड़ि पायिक्य् शॉयिर तुँ मज़मून नॅवीस छि, वछ़ि वॉलिंजि शुकरानुँ करान तिक्याज़ि तिमव को'र मे' यि किताब छापकरनस मंज़ प्रथ रंगुँ अथुँ रो'ट। म्यानि खॅदमॅच़ हुंद एतराफ करुन पज़ि ये'तीनस।

**सुनीता रैणा**

बोड़ी, जो'म

# غزل

نہٕ سکوٗن دِلک نہٕ سَہارٕچ گَژھ
ووٚلہٕ رانٛھا کر پانٕہ نِیارٕچ گَژھ

کرٕ گیٛنڈُنا آسُنا پٔرٲنی پاٹھی
تَس کَر گِندوٕنہٕ لوٚہ کیچارٕچ گَژھ

چوٚن خوٗن جِگر دِل گِنڈنَس کیُٛت
دِمہٕ ہَے ووٚلہٕ کرِشمہٕ ژارٕچ گَژھ

وَن تھیٚکی تھیٚکی کَس نِش چھینہٕ گرٕژ
گرِ گرِ چانے اَنہارٕچ گَژھ

پٕر ژھٔنٛرِک ریٛنہٕ زانٛہہ باس دِیَم
رٔچھی رٔچھی تٔھوو زٕہم شیٖشہٕ چارٕچ گَژھ

# गज़ॅल

न सो'कून दिलुक न सहारुॅच कथ।
व्लुॅ राथा कर पानुॅन्यारुॅच कथ।।

कर ग्युंदुना असुना प्रॉनी पॉठ्य।
बस कर गिंदुॅवुॅनि ल्वकुॅ चारुॅच कथ।।

चो'न खूनि जिगर दिल गिंदुॅनस क्युत।
दिमुॅह्य व्लुॅ कर समुॅचारुॅच कथ।।

वन थे'क्य थे'क्य कस निश छनुॅ कॅरमुॅच़।
गरि गरि चाने अनहारुॅच कथ।।

परुॅ छे'निरुक यिनुॅ ज़ांह बास दिहम।
रॅछ रॅछ थॅव्यज़्यम शे'हजारुॅच कथ।।

# غزل

صَبر کَر گنڈ اَشِس مو دار تامَتھ
کَفَن اَدرِیم گژھِم پٕنٕنہٕ بار تامَتھ

بہٕ چھا ساٗ بۄز اَچھن چانین تہٕ سہلاب
مَہ اَن میٚے تہٕ اۄش ژٕ وَلہٕ مو ہار تامَتھ

ژٕے از نکھ ڈُیِنا بیٚیی میانِس جنازَس
پَتو کیا گو بنَکھ زَن یار تامَتھ

ژٕے اوسکھ سوٚنچمت شاید پہے ساتھ
میٚے چھنٕہ از جامہٕ کَر دیدار تامَتھ

ژٕ ڈُچھ یکَدم کَڈُن کوتاہ سَفر چھُم
پتاہ رۄستے پتاہ ژٕ تہٕ ژھار تامَتھ

گژھن ژھینہٕ تمہٕ تہٕ بمہٕ زاتھٕ مسلہٕ ہتہٕ اٲسی
پتےٚ سمکھن پیٚتھے بیقرار تامَتھ

# गज़ॅुल

सबुॅर कर गंड अॅशिस मो दार तामथ।
कफन अॅदर्यम गछ्यम. यिनॅु बार तामथ।।

यि छा सॉ पो'ज़ अॅछन चान्यन ति सॅहलाब।
मॅ अन मे'ति ओ'श चॅु वलॅु मो हार तामथ।।

चे' अज़ नख द्युन पे'यी म्यॉनिस जनाज़स।
पतव क्याह गव बनख ज़न यार तामथ।।

चे' ओसुथ सूंचमुत शायद यिह्य साथ।
मे' छे'त्य् अज़ जामॅु कर दीदार तामथ।।

चॅु वुछ यकदम कडुन कोताह सफर छुम।
पताहॅ रो'स्तुय पताह चॅु ति छ़ार तामथ।।

गछ़ंन छ़्यनॅु तिम ति यिम ज़ांह मील्यमुॅत्य ऑस्य।
युतुय समखुन युतुय यकरार तामथ।।

# غزل

بہارَن ہُنْد اثر چھُہ وۄنی بہارَن
نوٚے چھَہ کانٛہہ فرق گامَن شہارَن

دۄان بُلبُل نہٕ گُل زَن گردِ لِتھوتھ
دۄا چھُہ نو ہوا اٗزی کُے بیمارَن

ژٕے ما چھے سوٗنتہٕ پھُلیاہ چھاوٕژراہُہ
ژٕے نیثوٗنے دِل توٗے ہردٕکی نظارَن

مےٚ چھُم ژھیٚبیہِ ژھارِ گِندمُت بونہٕ اٗندی ہٕکر
نوٚے زوٗلِش بہٕ بیٚیمی دَزِ وٕنی شہارَن

یُمِس گِر رود تَس کیا رۄد باقی
گرِیَس مَنٛز چھُے قَرارا بے قَرارَن

صَبر کر صَبر سیٚے حاصِل مۄدُر پھَل
مَہٕ وَن کینٛہہ زہر لگِہ چھوکِہ لہٕ امارَن

# गज़ॅल

बहारन हुंद असर छुनॅ व्वन्य् बहारन।
तवय छे'नॅ कांह फरॅक गामन शहारन।।

रिवान बुल्बुल तॅ गुल ज़न गरदि लिथॅविथ।
दवा छुनॅ तवॅ हवा ॲज़्य्कुय ब्यमारन।।

चे' मा छय सोंतॅ फुलया छॉवमॅच़ ज़ांह।
चे' न्यूनय दिल तवय हरदॅक्य नज़ारन।।

मे' छुम छे'पि छारि ग्युदंमुत बोनि ॲद्य पॅक्य।
तवय ज़ोलुस बॅ ये'म्य दज़ॅवॅन्य् शहारन।।

ये'मिस गरॅ रोव तस क्याह रूद बाकॅय।
गरस मंज़ छुय करारा बे करारन।।

सबॅर कर सबरॅसॅय हॉसिल मो'दुर फल।
मॅ वन के'न्ह ज़ीर लगि छ्वकॅ लद अमारन।।

# غزل

حیاتٕچ ہٕنہٕ اَفسانہٕ باسان چھوٚنے
موٗلُل غم مےٚ دیُتتھَم چھُ احسان چھوٚنے

قلم تُل مےٚ بیٚیہٕ اَز مےٚ لیکھُن پٔنُن مَن
مےٚ ہیٚژرےٚ خبر چھَم ہٕ لیکھان چھوٚنے

یہٕ گٔمۍ وَدَن زِلولس چھُ اَنہار بَدلان
ہٕ کھوژان یہٕ ما آسہِ ابلان چھوٚنے

یہٕ کوتاہ وَنےٚ داستان اِنتظارٕک
نظر آچھِ گاہٕژ مےٚ ارمان چھوٚنے

تصوٗر ہٕرِتھ پیو اٰشس دار لجٕژ
سہارس مےٚ رٔد ہمت چھُ آسان چھوٚنے

ژٕرَ چانہٕ لوٗکٕ مےٚ مَس چینتھ چھُ آمُت
چھِ پیمانہٕ بٔرۍ بٔرۍ نہٕ مس دان چھوٚنے

# गज़ॅल

हयॉती तुॅ अफसानुॅ बासान चोनुय।
म्वलुल गम मे' द्युतथम छु एहसान चोनुय।।

कलम तुल मे' बे'यि अज़ मे' लेखुन पनुन मन।
मे' यीचुॅय खबर छम बुॅ लेखान चोनुय।।

यि कॅम्य वो'न ज़ि लोलस छु अनहार बदलान।
बुॅ खोचान यि मा आसि एलान चोनुय।।

बुॅ कोताह वनय दास्तान इन्तिज़ारुक।
नज़र आछि गॉमुॅच़ मे' अरमान चोनुय।।

तसॅवुर हॅरिथ प्यव ॲशिस दार लॅजमुॅच़।
सहारस मे' रो'टमुत छु अस्तान चोनुय।।

मच़र चानि लोलुक मे' मस चथ छु आमुत।
छि पयमानुॅ बॅर्य बॅर्य तुॅ मसवान चोनुस।।

# وِلہٕ

ہاواوِ گژادِ میٛانہِ ہٮ۪تھ گژھ تَس تو
دٕلہٕ بوزِ چانے مۄکھ میٛانۍ زار
وَن تَس زِ کن تھاوِ لولہٕ آلوس تو
دٕلہٕ بوزِ چانے مۄکھ میٛانۍ زار

ژَھپھ کرِ تھٕے تَس دامانَس تو
میٛانے لوٚلُک کرِتھ اِظہار
پوشے وۄرشُن ژِ کرِ زٕہس اَستو
دٕلہٕ بوزِ چانے مۄکھ میٛانۍ زار

دٕپ زٕہس میٛانِس اَتھ پھرارَس تو
آخر چھا مانِنۍ وۄنۍ ہار
وُمبرن تِہنز چانۍ چھَم ہا پَژھ تو
دٕلہٕ بوزِ چانے مۄکھ میٛانۍ زار

# वीलुॅ

हा वावुॅ ग्रावुॅ म्यानि ह्यथ गछ़तस तो,
द्यवुॅ बोज़ि चाने म्वखुॅ म्यॉन्य ज़ार।
वनतस तुॅ कन थावि लोलुॅ आलुॅवस तो।।
द्यवुॅ बोज़ि चाने म्वखुॅ म्यॉन्य् ज़ार।। ०।।

थफ कॅरिथुॅय तस दामानस तो,
म्याने लोलुक कॅरिथ इज़हार।
पोशे वरशुन चुॅ कॅर्यज़्यस असतो।।
द्यवुॅ बोज़ि चाने म्वखुॅ म्यॉन्य ज़ार।। ०।।

दॅप्यज़्यस म्यॉनिस अथ प्रारनस तो,
ऑखुॅर छा मानुॅन्य व्वन्य हार।
वुम्बरन हुॅन्ज़ चॉन्य छम हा पछ़ तो।।
द्यवुॅ बोज़ि चाने म्वखुॅ म्यॉन्य ज़ार।। ०।।

آر کژر میثون وارٕ وٕنی زہٕ یس تو
بۄزتھ بیٛتھ تس بیپرِ میثون عار
ماے بہٕ روزٕہس پیالہٕ برنس تو
دِلہٕ بوزِ چانے موکھ میثأنی زار

لوکچار سۄرتھ کیا بہٕ گرستو
آسہم نکھ بیٚیلرِ داراہ بار
گُجمژ ہے آسہ ہَن ہَن بیٚیرِ وستو
دِلہٕ بوزِ چانے موکھ میثأنی زار

بزرگ زوُن یاد از پاوِس تو
بُتھنو آسہس بیٚیرِ کَژلہٕ لار
لوٚت بور ہتھ نیرِ بیٚیرِ ژُمنزلس تو
دِلہٕ بوزِ چانے موکھ میثأنی زار

گوڈٕ نینتھ گرِ ھتھ ڈیکہٕ نوٚمرتھ ژٕتَس تو
میثانِہ اَتشِہ موکھ کھنکہٕ ثرأدی زہٕ یس ہار
زأنتھ چُھ لاگان اَثنز ان مس تو
دِلہٕ بوزِ چانے موکھ میثأنی زار

आरुँ कच़र म्योन वारुँ वॅन्यज़्यसतो,
बूज़िथ युथ तस यियि म्योन आर।
माय बुँ रोज़ुँहस प्यालुँ बरनसं तो।।
द्यवुँ बोज़ि चाने म्वखुँ म्यॉन्य ज़ार।। ०।।

ल्वकुँचार सूरिथ कया बुँ करसतो,
आस्यम नखि ये'लि वाराह बार।
गॅजमुँच़ मे' आसि हन हन बे'यि वसतो।।
द्यवुँ बोज़ि चाने म्वखुँ म्यॉन्य ज़ार।। ०।।

पज़रुक ज़्वन याद अज़ पावस तो,
युथनो आस्यस बे'यि च़लुँलार।
लो'त बोर ह्यथ नेरि बे'यि मॅज़िलस तो।।
द्यवुँ बोज़ि चाने मोंखुँ म्यॉन्य् ज़ार।। ०।।

ग्वडुँन्यथ गॅछ़िथ ड्यकुँ नो'मूरिथ चुँ तसतो,
म्यानि अशि म्वखतुँक्य त्रॉव्यज़्यस हार।
ज़ॉनिथ छु लागान अन्ज़ान मस तो।।
द्यवुँ बोज़ि चाने म्वखुँ म्यॉन्य ज़ार।। ०।।

# غزل

شُہ چھُ پھیران از بیابانَن منٛز
شُہ چھُ شاَمِل وۄنۍ دیوانَن منٛز

گرِ کیٛن مٲنٛز ڈیٚرِن پھُشیر دی دی
ژھانڈُن لوٚکچار شُنسانَن منٛز

پَنُن کال نہٕ پرکھَن ہنٛز وراثَت
چھلِ چھانگرِ گیہِ وٲرانَن منٛز

گرِ رٲدِنہ چھِنہٕ منظوٗر تٔمِس
کُنہِ روزُن بڈٕہِن مکانَن منٛز

أنِھ پُرنہِ نہٕ کیٛنہٕ چِھن کُنہِ نیٚ پیٹھ
بَنہِ گرِ تَس آنَن فانَن منٛز

آوِش ہور سۄ دامٕنی پاٹھِن از
أسۍ آسو پگاہ سۄ دامنَن منٛز

# गज़ॅल

सु छु फेरान अज़ बयाबानन मंज़।
सु छु शॉमिल व्वन्य् देवानन मंज़।।

गरिक्यन मे'चि डेरन फ्युर दीदी।
छांडुन ल्वकचार सुनसानन मंज़।।

पथकाल तुॅ पुरखन हुॅज़ वरासत।
छलुॅ छांगुॅरि गॅयि वॉरानन मंज़।।

गरुॅ रॉविथ छुनुॅ मंजूर तॅमिस।
कुनि रोजुन बड़्यन मकानन मंज़।।

ॲथ्य पुरनि तुॅ कुॅनुॅचन कनिनुॅय प्यठ।
बनि गरुॅ तस आनन फानन मंज़।।

ओ'श होर स्वदामुॅन्य् पॉठ्यन अज़।
ॲस्य् ॆआसव पगाह स्वदामन मंज़।।

# غزل

کیا گو ہیٚے ہَژرُک تِہُنٛد اَثَر
پیٚتہٕ ہرٛوٗنٛہِ ڈیوٗٹھُم بَس گُنہٕر

پَتہٕ نُے چھُہ وِہ ناوان دٔوپُن
چھُے کانٛسہِ باسان بیٚنہٕ بَجَر

پَتہٕ کَس وَنَو تیٚلہِ سنگدِل
پیٚرِتھ کانٛہہ ہَرَم آسی اگر

کیٚنٛہہ ہتہ کَران ژھوپہٕ ہیٚباڈی چھے
مانے تھَوان شٲنی نظَر

وَق بَدلِنس چھُنہٕ وَق لگان
وولسُن اُزیک پگہہک ہَژَر

# गज़ॅल

क्याह गव मे' मच़रुक त्युथ असर।
पतॅ ब्रोंठॅ ड्यूंठुम बस कुन्यर।।

पनॅनुय छु वदॅनावान दो'पुन।
छुय काँसि बासान यिति बजर।।

पतॅ कस वनव ते'लि संगदिल।
प्रथ कांह नरॅम आसी अगर।।

कथॅ हथ करान छ़वपॅ म्यॉन्य् छय।
माने थवान म्यॉनिय नज़र।।

वक बदलॅनस छुनॅ वक़ लगान।
व्वलॅसुन ॲज़्युक पगॅहुक मच़र।।

# غزل

پَنہٕ نے سوچہٕ ژھرہٕ برگو نآلی
عرٕشکی سِتھٕمَن فرٕشَس وآلی

چانِہِن سوٗخنَن اَلماسی پٲنتی
زٕبوٗ کٔنتی زٕچھٕ تَے کِنتیاہ گآلی

دگہٕ دگہٕ گنٛڈ ہیٚژھ اِنسانَس
ہلکاری منزٕ کِنتیاہ ڈآلی

ٹرم "ژوٗلٕ" سورے چوٗنے چون
اَستھو تھ کوٗر دیہٕ شُد گرٕ وآلی

زانُن گیانُک بوٗڈ آگُر
زانُن ماسآ ترٛٲوان خآلی

کرہٕ کھنڈ ہیٚتھ گو بجس ڈرون
بوٗڈ گوٗسے متہٕ دوٗکھ ہیٚمی ژآلی

# गज़ॖल

पनॖंने सोंचि छ़्यर गव नाल्य्।
अर्शिक्य सितमन फर्शस वॉल्य्।।

चान्यन स्वखनन अलमॉस्य पे'त्य।
ज़े'वि कूॖत्य् रॅछ तय कॉत्याह गॉल्य्।।

दगॖ दगॖ कथ प्यठ इन्सानस।
हलकॉर्य मगज़व कूॖत्याह गॉल्य।।

ब्रम "च़ोल" सोरुय चोनुय चोन।
असत्वथ को'र दयि सुंद गरॅवॉल्य्।।

ज़ानुन ज्ञानुक बो'ड् आगुर।
ज़ानुन मा सॉ त्रावान खॉल्य।।

कर्मॖ खंड्यथ गव बुजरस द्रोत।
बो'ड गव सुय मति द्वख ये'म्य च़ॉल्य।।

# غزل

پیٚنہٕ مُشرِتھ ژٕھنہٕم راتٕچ کَتھ
چھَپنہٕ جذباتٕچ یہٕ چھےٚ زاتٕچ کَتھ

گرِ گرِ ما سَمکھو یِتھٕ پٲٹھِن
مانے چھِ تھَوان گُنہٕ ساتٕچ کَتھ

دِژ اچھرَن زٕلو گیہِ مشاگیٔ غزل
بیہِ چھےٚ نتہٕ چانے حالاتٕچ کَتھ

اَسہِ نامَتھ کیا اکھ باوَتھ بَس
اَسہِ کرٕنۍ چھےٚ پانہٕ حَیاتٕچ کَتھ

بییتہٕ آشن ہیچھِن دامَن وُہرِتھ
گژھِ تتین کرٕنۍ خٲراتٕچ کَتھ

پھولراوُن گژھِ نیتھ باغ دِلک
سوٚنتَس نہٕ کرٕنۍ وُہراتٕچ کَتھ

# गज़ॅल

यिनॅ मॅशरिथ छ़ॅनॅहम रातॅच कथ।
छे' नॅ जज़बातॅच यि छे' ज़ातॅच कथ।।

गरि गरि मा समखव यिथॅ पॉठ्यन।
माने छे' थवान कुनि सातॅच कथ।।

दिच़ अछ़रन ज़्यव गॅयि म्यॉन्य् गज़ॅल।
यि छे' नतॅ चाने हालातॅच कथ।।

असि तामथ क्याह अख बावथ बस।
असि करॅन्य् छे' पानॅ हयातॅच कथ।।

ये'ति आसुन हे'छुन दामन वॅहरिथ।
गछ़ि तत्यन करॅन्य् खॉरातॅच कथ।।

फोंलॅरावुन गछ़ि न्यथ बाग दिलुक।
सोंतस न करॅन्य् वॅहरातॅच कथ।।

# غزل

ہیٚیہ دُعا مٲنٛزنی چھِہ بے قرار کرَان
چَشمہٕ چَشمَن چھُہ اعتبار کرَان

چھُم ہَلم دارِتھ سَبب بیٚیہٕ تی
نظر نظرَن چھَہ تار تار کرَان

غمَ سیٹھا دۄر گیہِ مےٚ باس لوٗگُم
نالہٕ رَٹہٕ نس بہٕ چھُس نہٕ آر کرَان

اَز شِکایَت کرٕنی سیٹھا دُشوار
بَس ہیٚتھے وہٕنی وفا چھُہ یار کرَان

کرٕدکھ عالم نہٕ کیا کُشد عالمَ
بے کَسن چھا سآ کانٛہہ شُمار کرَان

# गज़ॅुल

मे'य दुआ म्यॉन्य् छि बेकरार करान।
चशमुॅ चशमन छे' एतिबार करान।।

छुम हलम दारुॅनुक सबब बे'यि ती।
नज़र नज़रन छे' तार तार करान।।

गम स्यठा दूर गॅयि मे' बास लो'गुम।
नालुॅ रटुॅनस बुॅ छुस नुॅ आर करान।।

अज़ शकायथ करुॅन्य स्यठा दुशवार।
बस युथुय व्वन्य् वफा छु यार करान।।

क्रूठ आलम तुॅ क्या कसुंद आलम।
बे कसन छा सॉ कांह शुमार करान।।

# غزل

سٕے گٔیہِ اَرمان وٕلِسۍ ژھینہٕ گَو اَثرِ مٕشون
اَما لَسُنک سفر گَو مۄ خٔصر مٕشون

چھِ پَرتھ کانٛہہ شام ژِینان غَم چھِ خلوَکھ
چھُ آسان مونٛہٕ چھُمت پَرتھ سحر مٕشون

چھِ پَرتھ کانٛہہ وَتھ گٔمٕژ اَز وارِ تَنہا
مٕے لوسَم چَشمہٕ کوٚت گَو ہمسفر مٕشون

چھُ شایَد رۄد مُت شَرمٕنزٕ لِن ہُنٛد
تۄرٕ کھوژان خیالَن ہُنٛد شہَر مٕشون

سُہ بیہِ تنیلِ بیلِ گژھن آہسم مٕے رۄخصَتھ
مٕے باسان آسہِ سُے کَس اکھ پٔہر مٕشون

# गज़ॅुल

मे' गॅयि अरमान वटॅुस्य् छ़्यनॅु गव असर म्योन।
अमा लसनुक सफर गव म्वखतॅुसर म्योन।।

छु प्रथ कांह शाम चे़नान ग़म छु खलवख।
छु आसान मोतॅु बुछमुत प्रथ सहर म्योन।।

छे' प्रथ कांह वथ गॅमॅुच़ अज़ वारॅु तनहा।
मे' लोसम चशमॅु को'त गव हमसफर म्योन।।

छु शायद रूदमुत शर मॅन्ज़िलन हुंद।
तवय खोच़ान खयालन हुंद शहर म्योन।।

सु यियि ते'लि ये'लि गछुन आस्यम मे' र्‌वखसथ।
मे' बासान आसि सुय बस अख पॅहर म्योन।।

# غزل

گیہِ نارٕچ ہش کرٕکھ اگر نگر
وۄن لۆکو زوٗلکھ پۆرٕ شہر

ووٚنۍ پھیرۍ لۆٹرِ گامَن کُن
چھُے رٲچھ رٕبہُن ووٚنۍ شام وسحر

گو مُشکِل یِنٕ تَس رٲچھ کرٕنۍ
وۄن گاٹلہِ اکی نتہٕ کھمو زٕہر

بیٚہہ دارِ تہٕ بَر شرٕ پرٲوتھ ووٚنۍ
بیٚہہ نوٗدکھ لۆکٕٹن شُرٕ ین اَہر

ماہ پارَن کٔنزکھ دِل تہٕ جگر
نزٕہر اوٚکھ ہے ہے نُلکھ قہر

شَب گردَس بیٚلہِ پھۆر زٕوٗرمَنس
گیہ سارے بُستی خاکِسنز

# गज़ॅल

गॅयि नारुॅच हिश क्रख ॲगरुॅ नगर।
वो'न लूकव ज़ोलुख पूरुॅ शहर।।

व्वन्य फीरिय लूटुॅर्‌य गामन कुन।
छुय रॉछ ब्युहुन व्वन्य शामो सहर।।

गव मुश्किल यज़तस रॉछ करुॅन्य।
वो'न गाटुॅल्य्‌ नतुॅ ख्यमव ज़हर।।

बे'ह दारि तुॅ बर त्रोंपरॉविथ व्वन्य।
बे'ह नोवुख ल्वकट्‌यन शुर्‌यन ॲहर।।

माह पारन कतरुख दिल तुॅ जिगर।
त्रॅह रॉविख हय हय तुलुख कॅहर।।

शबगर्दस ये'लि फो'र चूर मनस।
गॅयि सॉरुॅय बॅसती खॉकिस्त्र।।

# غزل

تَس مَنٛز ڈٕلِشتھ اَنہار پٔنُن
اَز یاد مٔے پٮ۪و لوکچار پٔنُن

نَے خوٗش نہ خبر نَے غمیُک غم
باسان اوسُم سمَسار پٔنُن

نَے سوٗنچُن کِنھ مَنٛز ژارِنی کَتھ
نہ وِژار تہٕ نَے آزار پٔنُن

ٲستی تہٕ مَزر مَستانٕن ہُشد
اِنکار تہٕ نَے اِقرار پٔنُن

یکدَم احساسَس زہر لٲجِم
بٕژ کٲی مٔے سمکھُم یار پٔنُن

کَتھ تۄلِتھ گاٹلی پٲٹھی بٕرُم
رُخصَتھ مٔے کوٚرُم لوکچار پٔنُن

# गज़ॅुल

तस मंज़ ड़ींशिथ अनहार पनुन।
अज़ याद मे' प्यव ल्वकुॅचार पनुन।।

नय ख्वश न खबर नय गमुॅकुय गम।
बासान ओसुम संसार पनुन।।

नय सोंचुन कथि. मंज़ चा़रुॅन्य् कथ।
न व्यचा़र तुॅ नय आचा़र पनुन।।

मॅसती तुॅ मच़र मस्तानन हुंद।
इनकार तुॅ नय इकरार पनुन।।

यक दम एहसासस ज़ीर लॅजिम।
यॅचकॉल्य् मे' समखुम यार पनुन।।

कथ तूलिथ गाटुॅल्य पॉठ्यै कॅरुॅम।
र्‌वखसथ मे' कोंरुम ल्वकुॅचार पनुन।।

# ژُھیل شاہ

بیٚینہِ شرٛفِ گرٛژھ ناںٛہ امارن ہُند
بیٚینہِ نغمہِ گیوَن شیہجارن ہُند
بیٚینہِ سبزارِ کرِ ولہِ جامہِ فصل
تَنہِ گیٚوی زَن پھولہِ وِنی شیاٚنی غزل

بیٚینہِ ماے محبت نکھہِ روزان
بیٚینہِ زِندِ لاشَن کاںٛہہ ڈکھہِ روزان
بیٚینہِ آسہِ ییٚومُت ہاٚرِتھ بٔرتھ زٔہل
تَنہِ گیٚوی زَن پھولہِ وِنی شیاٚنی غزَل

بیٚینہِ نوٚمران آسی پٔرتھ کاںٛہہ سَر
بیٚینہِ آسہِ بسان قاںٛمک رہبر
بیٚینہِ زِندگی ہُند اندازٕ بَدل
تَنہِ گیٚبوی زَن پھولہِ وِنی میاٚنی غزل

# मॅछ़युल शाह

ये'ति श्रवन्य गछि ताजुॅ अमारन हुंद,
ये'ति नगमुॅ ग्यवन शे'हजारन हुंद।
ये'ति सबज़ारुॅक्य वलि जामुॅ फसुॅल।।
तति गे'व्यज़्यन फवलुॅवुन्य म्यॉन्य गज़ुॅल।।०।।

ये'ति माय मोंहबत नखुॅ रोज़ान,
ये'ति ज़िंदुॅ लाशन कांह डखि रोज़ान।
ये'ति आसि प्यो'मुत हॉरिथ प्रथ छ़ल।।
तति गे'व्यज़्यन फवलुॅवुन्य म्यॉन्य गज़ुॅल।।०।।

ये'ति नो'मरान आसी प्रथ कांह सर,
ये'ति आसि बसान कलमुक रॅहबर।
ये'ति ज़िंदगी हुंद अंदाज़ुॅ बदल।।
तति गे'व्यज़्यन फवलुॅवुन्य म्यॉन्य् गज़ुॅल।।०।।

بیٚینہِ آسہِ بزٕم بیٚینہِ آسہِ اَسُن
بیٚینہِ آسن کانٛچھان زیوِن تہٕ لسُن
بیٚینہِ واہ واہ کرٛی کرٛی ووٚتھِ ہل چَلِ
تَتہِ گیٚوی زَن پھوٚلہٕ وُنٛی میانٛہٕ غزل

بیٚینہِ آسہِ شُہُل ہمراز پٔنُن
لے آسہِ پنٛہٕنٛز تَتے ساز پٔنُن
بیٚینہِ آسہِ لسان انٛداز نیرٕل
تتہِ گیٚوی زَن پھوٚلہٕ وُنٛی ہیٚبانٛ غزل

ये'ति आसि बज़म ये'ति आसि असुन,
ये'ति आसन कांछान ज़्यो'न तुं लसुन।
ये'ति वाह वाह कॅर्'य कॅर्'य व्वथि हलचल।।
तति गे'व्यज़्यन फवलॅंवुन्य म्यॉन्य गज़ॅल।।०।।

ये'ति आसि शुहुल हमराज़ पनुन,
लय आसि पनॅुन्य तय साज़ पनंन।
ये'ति आसि लसान अंदाज़ न्यरल।।
तति गे'व्यज़्यन फवलॅंवुन्य म्यॉन्य गज़ॅल।।०।।

# غزل

سَمبِکھ چھ قدَم نہناوَکھ کیٚا
سیٚکہِ شاٹھ دوہ ہے سگناوکھ کیٚا

دِل آوِلی راز چھُ لۄلہٕ نادان
بے غرض وَنہٕ ونہِ باوَکھ کیٚا

احساس ہُنٛد بیٚیلہِ گٲمُت ژھُن
دِل گٲٹسہِ ونُم دوہ لساوَکھ کیا

وَنہٕ ہۄدی چھ برابر مٔنزی لس تانی
پَدہِ رۄوستے وَتھ ژٕ ہاوکھ کیا

تَھدِ موٗلہٕ چھُ کماوُن ناو ہیوٗن
ژَھرِ چینٛدِ تَے اَتھہٕ ژٕ کماوَکھ کیا

سوہ چھِ مُشرِ چھے زٕو تَے لرزِ زُوک
زٕیوُن ہُنر دگ لۄلہٕ ناوَکھ کیا

# गज़ॅुल

समयिक्य छि कदम नॅहनावक क्याह।
से'कि शाठ द्वहय सगॅुनावख क्याह।।

दिल ऑविल्य राज़ छु ललुॅ नावान।
बे गरज़न वति वति बावख क्याह।।

एहसास पनुन ये'लि गॉलिथ छुन।
दिल कॉसि वनुम व्वलसावख क्याह।।

वतुॅ पॅद्य छि बराबर मँज़िलस तान्य्।
पदि रो'स्तुय वथ चुॅ बनावख क्याह।।

थदि म्वलुॅ छु कमावुन नाव प्यवान।
छ़रि चंदुॅ तय अथुॅ चुॅ कमावख क्याह।।

म्वछि मंज़ छुय जुव तय लरजुॅ जुवुक।
ज़ीवन हुॅन्ज़ दग ललुॅ नावख क्याह।।

# غزل

کٔھِ مێانے تَھو اَز ژٕھِ گٔرۍ گٔرۍ
اَز بوز نہٕ پگہٕک تَھو سۆرۍ سۆرۍ

مےٚ چھےٚ آش یِہ لَسِنٛچ اَدِ مۆجُب
چُھس سَپدان زِنٛدٕ دوہدِش مٔرۍ مٔرۍ

مےٚ چھےٚ ہێنٛچ اَرزَتھ دونٛدِ ژُھمٕر
مےٚ نہٕ عادَتھ یَکنَس تٔھپھ گٔرۍ گٔرۍ

دونٛدِ ہیوٚن بُرِتھ کیا لاری وَن
دیوانہٕ گُمنتی گِنتیاہ پٔری پٔری

ۂستی نہٕ جوٲنی کَس رۆزِ ہے
بێتہٕ گَم گُم ۂستی بێیِہ ۂری ۂری

اکھ آش ژٕھم بێیِہ کُنٛشُم رُٹ
خوشبویہِ توَے چھم کھوٚن بٔری بٔری

# गज़ॅल

कथि म्याने थव अज़ रछि कॅर्‌य कॅर्‌य।
अज़ बोज़ तुॅ पगहुक थव सो'र्‌य सो'रय्।।

मे' छे' आश यि लसनुॅच अवुॅ मूजूब।
छुस सपदान ज़िन्दुॅ द्वहदिश मॅर्‌य मॅर्‌य।।

मे' छे' ह्यमतुॅच अरज़थ व्वंदि रॅछमुॅच़।
मे' नुॅ आदथ पकुॅनस थफ कॅर्‌य कॅर्‌य।।

व्वंदुॅ म्योन पॅरिथ क्याह लारी वन।
देवानुॅ गॅमुॅत्य् कूॅत्याह पॅर्‌य पॅर्‌य।।

मॅसती तुॅ जवॉनी कस रूज़ुॅय।
ये'ति कम कम हॅसती पे'यि हॅर्‌य हॅर्‌य।।

अख आश रॅछिम बे'यि कोंछुम रुत।
ख्वशबोयि तवय छम ख्वन बॅर्‌य बॅर्‌य।।

# غزل

بُربادی دوہتھ بو دیاوان گے
جشنس پیٹھ جشنہٕ مناوان گے

مرنک ماتم نے ہاراٗنی
مرنک سامانہٕ بناوان گے

ظالم گیہٕ ظُلمس راچھ کران
زِٹھو کانچھِن کیا ہیچھناوان گے

بییتہٕ مِیانہٕ دٕو جوٗدک نیب نشان
وتہٕ ہدی تامتھ نہناوان گے

بیینہٕ کالہٕ پگاہ بھولے قل دوہ
بس گاٹلی گاٹلی راوان گے

# गज़ॅुल

बुरबॉदी ब्वथुॅबव द्यावान गॅय।
जॅशनस प्यठ जॅशनुॅ मनावान गॅय।।

मरनुक मातम नय हॉरॉनी।
मरनुक सामानुॅ बनावान गॅय।।

ज़ॉलिम गॅयि जुलमस रॅछ करान।
ज़िठ्य कांछन क्याह हेॅछनावान गॅय।।

येॅति म्यानि वोॅजूदुक नेब निशान।
वतुॅ पॅद्य तामथ नॅहनावान गॅय।।

येॅति कालुॅ पगाह फोॅल्य् बेकॅुल व्हय।
बस गाटुॅल्य गाटुॅल्य रावान गॅय।।

# غزل

مےٚ وُنہِ چھُ دِلہٕ سےٚ اَمار رِیکھنا
ژٕ چھُکھ مےٚ دِلہٕ کُے قرار رِیکھنا

مےٚ یژھ چھَ لبنچ تیٚلی ژٕ ییٚلہِ چھُکھ
ژٕ زِندگی ہُنٛد بہَار رِیکھنا

تنےٚ ژٕےٚ یَنہٕ پوٚنت ہیوٚتُھ وِنےٚ کیا
مےٚ راتھ دوہ اِنتظار رِیکھنا

وٚجود ہیوٚنےٚ نہٕ مَس جوٲنی
ژٕ چھِتھ وچھِس مَنٛز خُمار رِیکھنا

ژٕ چھُکھ بُستھِ مَنٛز دِلَس مےٚ ہردَم
ژٕ آتما ژٕےٚ قرار رِیکھنا

# गज़ॅल

मे' वुनि छु दिलॅसुय अमार यिखना।
चॅु छुख मे' दिलॅकुय करार यिखना।।

मे' यछ़ छे' लबनॅुच ते'ली चॅु ये'लि छुख।
चॅु ज़िदंगी हुंद बहार यिखना।।

तनय चे' यनॅु पो'त ह्योतुथ वनय क्याह।
मे' राथ द्रह इन्तिज़ार यिखना।।

वो'जूद म्योनुय तॅु मॅच़ जवॉनी।
रॅछिथ वछस मंज़ खुमार यिखना।।

चॅु छुख लॅबिथ मंज़ दिलस मे' हरदम।
चॅु आत्मा चॅुय करार यिखना।।

# غزل

وَقتہٕ برٛونٛہہ آدَم سیٹھا بَدلان گو
تِمہٕ درٛتس دِتھ ماتھ وُچھ اِنسان گو

یام زوٗرن ہیٚنز لٔجِس پَتہٕ نٔن خبَر
نام ڈٔوِل اِنسان وُچھ شیطان گو

دارِ بَر ڈٔوتھی تھاوٕنک موہ کلیو رِواج
بَند گرَن مَنٛز پیٚڑھ اکھا تنٛزشہران گو

عیش عشرَت زِندگی ہیٚندی گٔے درہٕ گان
بازرس مَنٛز بَس شرٛوٕ گان اِنسان گو

اَنٛھ مُہنتھ لوہ کچار نیٚبُن گٔے عام گتھ
چھانٛجھِ پُوٗتیک غاَب وُچھ سامان گو

بُنٛھ پھِرِتھ گرِ ودل گوٚر وقتَن اَسیر
زِنٛدہ پانَے ڈوٚٹھ گرِ نزاوان گو

# गज़ॅुल

वक्तुॅ ब्रोंहं आदम स्यठा बदल्लान गव।
क्वदरतस दिथ माथ वुछ इन्सान गव।।

याम ज़ोरन हुॅज़ लॅजिस पनुॅन्यन खबर।
ताम डो'ल इन्सान वुछ शैतान गव।।

दारि बर वॅथ्य् थावुॅनुक म्वकल्यव रिवाज।
बंद गरन मंज़ प्रथ अखा त्रॅहरान गव।।

ऑश अशरत ज़िदंगी हुॅद्यं गॅयि द्रवगान।
बाज़रस मंज़ बस श्रवगान इन्सान गव।।

अथुॅ मुहिथ ल्वकुॅचार न्युन गॅयि आम कथ।
छांछि पूत्युक गॉब बुछ सामान गव।।

बुथ फिरिथ गरुॅ वोल को'र वक्तन ॲसीर।
ज़िंदुॅ पानय टोठ गरुॅ त्रावान गव।।

# زان

کَن ژھوٚر زیٚم ییٚیلہِ حالِ دِل باوَے
تَس سِتیٚن کٔرناوَے زان

دٔ وہَنم سینزِ پٔچھ نظرا ترٛاوَے
میٚژٕر سیٚلتھ بیٚیلہِ زانکھ پان
دِل اَدِ شیٚتَل گنٛگہِ زلہِ ناوَے
تَس سِتیٚن کٔرناوَے زان

کیٚتھِ کیٚتھ اکھ ترٛٹھ بوزناوَے
پان پنُن زانُن اَنٛزان
ژھٕتہِ مٔنٛز آتم گیان وُزناوَے
تَس سِتیٚن کٔرناوَے زان

# ज़ान

कन थ्यॅव्यज़्यम ये'लि हालि दिल बावय।
तस सॅूत्यन करॅनावय ज़ान।।

दो'पनम स्यज़रुच नज़रा त्रावय,
मे'चि़ मीलिथ ये'लि ज़ानख पान।
दिल अदॅ शीतल गंगॅज़लॅ नावय।।
तस सॅूत्यन करॅनावय ज़ान।। ०।।

कथि कथि कथ अख तिछ़ बोजॅनावय,
पान पनुन ज़ानुन अन ज़ान।
तॅथ्य मंज़ आतम ज्ञान वुजॅनावय।।
तस सॅूत्यन करॅनावय ज़ान।। ०।।

کُنہِ پٕنٕژ ژیٚنہٕ وَن بیٚنتھٕ پٲٹھۍ دِیاوَے
بوزکھ تَس اکھ اَنٛدرِم تان
رٲوِتھ لبُتھک ژَھل ببیٚہ ہاوَے
تَس سَتہٕ پَن کرناوَے زان

ہٕژرُک اَٹرا تیٚشتھ کرناوَے
اوشکھ کیا ژٕ کرکھ اَنمان
دَیہِ سٕنٛزِ لیبہٕ ہُنٛدَے کرناوَے
تَس سَتہٕ پَن کرناوَے زان

कुनिरॅच चे़नॅुवन यिथॅु पॉठ्य द्यावय,
बोज़ख बस अख अॅदरिम तान।
रॉविथ लबॅुनुक छ़ल बे'यि हावय।।
तस सॅूत्यन करॅुनावय ज़ान।। ०।।

मच़रुक असरा त्युथ करॅुनावय,
ओसुख क्या चॅु करख अनमान।
दयि सॅुन्ज़ि लयि हुंद पय करॅुनावय।।
तस सॅूत्यन करॅुनावाय ज़ान।। ०।।

# غزل

راوُن چھُ لبُن نیتھ راوان گژھ
گل نیبرٕم دوٚپنم ترٛاوان گژھ

سمیٚس پُشرِتھ لوٚب پان تھوُن
تھزرک تھزرا دوٚتھ برٛاوان گژھ

برٛۄ لول حیاتس پھولِہ عالم
دِیہ ہیٚنزِ ژٕ نظر گنزراوان گژھ

شرٛد برٛاو ٹیٚٹھر کٔڈ آسہِ موٚدرٕ
چیتھ زہرٕ ژٕ اثرٕ ہیتھ چاوان گژھ

راتگ گوٚ بٔتھ بتھِ اُزیٚک پزر
پگہُک رُت کاژھ نہٕ چھاوان گژھ

ژھوکِ توٚ ژھ نہٕ جوٲنی کوٚٹھ نہٕ نظر
یِتھ روزِ ہنز بُڈرا وان گژھ

# गज़ॅुल

रावुन छु लबुन न्यथ रावान गछ़।
कल ने'बरिम दो'पनम त्रावान गछ़।।

समयस पुशरिथ लो'ब पान थवुन।
थज़रुक थज़रा व्वथ प्रावान गछ़।।

बरुॅ लोल हयातस फ्वलि आलम।
दुॅयि हुॅज़ चुॅ नज़र कतुॅरावान गछ़।।

श्रो'पराव टे'छर कड ऑसुॅ मो'दुर।
चथ ज़हर चुॅ अमर्यथ चावान गछ़।।

रातुक गव पथ बुथि अॅज़्युक पज़र।
पगुॅहुक रुत कांछ तुॅ छावान गछ़।।
छ्वकि त्वछ़ तुॅ जवॉनी को'ठ तुॅ नज़र।
युथ रोज़ि बितुर बॅडरावान गछ़।।

# غزل

نِیَم نِیتی دُچھِم بَدلان
کرٕم تَنہاۓ بِیَن سٟتۍ زان

بِہتھ دُچھ رازٕ گدِ بیٹھاز
اُچھو پَتہٕ نٕہو سٕے بوڑ شیطان

دُچھِم ہُتہٕ لُوکہٕ لُو کاسکھ
اُچھو ڈیو ٹھُم نہٕ اکھ اِنسان

تَھون گنھ گیٹ چُھ مونٛن بھجے
اگر آسی تَمس سٟتۍ زان

اگر تلوار مارٕن اَکھ
قلمَ پھِہ بدی چُھ سپداوان

چُھ بَدلُن پانہٕ اِنسانَس
نتےَ بَدلُن پئے یُس بھگوان

# गज़ॅल

नियम नीती वुछिम बदलान्।
कॅरुॅम तनहॉयियन सूॅत्य् ज़ान।।

बिहिथ वुछ राजुॅ गदि प्यठ अज़।
ॲछव पनुॅन्यव मे' बो'ड शैतान।।

वुछुम हुति लूकुॅ लूकाह सख।
ॲछव ड्यूठुंम नुॅ अख इन्सान।।

थवुन कथ क्युत छु मोतुन बय।
अगर आसी यमस सूॅत्य ज़ान।।

अगर तलवार मारान अख।
कलम लछि बॅद्य छु सपदावान।।

छु बदलुन पानुॅ इन्सानस ।
नतय बदलुन पे'यस भगवान।।

# غزل

بَنیٛنٕر کَل تَس بہٕ پٕراران چھَس
تٕسُند ہر دَم وٕشٕراران چھَس

سِتمگر کٔرُٹھ بیٛیہِ سَنگدِل
بہِ چھَس بےبس زِگاران چھَس

دٕوُپُن ہمہِ جامہٕ لاگِتھ چھُتی
ژٕلُم ہیتھ پان ماران چھَس

أژُیک دوہ گَو پگاہ بوزَو
بہِ سوٚنٛچِتھ شَب گُذاران چھَس

شُہ گٔژِھ زبنتِھ بہِ زٕونامَتھ
پِتنےٚ سوٚنٛچِتھ بہٕ ہاران چھَس

مَنگیم بُوٚدوَے تہٕ حاضِر چھَس
اَماہ زٕو تَنس بہٕ داران چھَس

# गज़ॅुल

यसॅुज़ कल तस बॅु प्रांरान छस।
तसुदं हरदम व्यच़ारान छस।।

सितमगरॠबे'यि संग दिल।
यि छस बॅुय यस ज़ि गारान छस।।

दो'पुन यिमॅु जामॅु लॉगिथ छॅत्य्।
च़ल्यम ह्यथ पान मारान छस।।

अॅज़्युक द्वह गव पगाह बोज़व।
यि सूंचिथ शब गुज़ारान छस।।

सु गछ़ि ज़ीनिथ यि जुव तामथ।
यितुय सूंचिथ बॅु हारान छस।।

मग्यम यो'दवय तॅु हॉज़िर छस।
अमाह जुव तस बु दारान छस।।

# غزل

دِل کیٛنٛہہ پاٚٹھی تَس باوُن مےٚ ہیٚچھناو
ہا مہٕ اۆش کیٛنٛہہ ترٛاوُن مےٚ ہیٚچھناو

گژروُن سازُبس نٔتھ اَندرَے چھُم
نمہِ کُے راز پٔژرناوُن مےٚ ہیٚچھناو

لوُس لوٚچھ اَدا بَنہٕ بَس نِش
تَس کُن ڈیکہٕ نوٚمراوُن مےٚ ہیٚچھناو

رٲوِتھ لیٚنگ مانے بَنہٕ وَن
ژٔنٛژل مَن گوڈٕ راوُن مےٚ ہیٚچھناو

سوٚنہٕ روٗپہٕ سٟتۍ موٗل ووٚتھ پانَس
سبزرا پٔژرا چھاوُن مےٚ ہیٚچھناو

نیٚرہٕ نیٚرہٕ مَن گژِھ زوٗتُن اٗنٛدرَے
کیٛنٛہہ پاٚٹھِن از ناوُن مےٚ ہیٚچھناو

# गज़ॅुल

दिल किथुॅ पॉठ्य तस बावुन मे' हे'छनाव।
हा मनुॅ अ्वेश त्रावुन मे' हे'छनाव।।

ग्रजुॅवुन साज़ युस न्यथ अँदरय छुम।
तमिकुय राज़ प्रज़नावुन मे' हे'छनाव।।

लोलस लोलुॅच अदा बनि यस निश।
तस कुन ड्यकुॅ नो'मरावुन मे' हे'छनाव।।

रॉविथ लबनुक माने पतुॅ वन।
चन्यचल मन ग्वडुॅ रावुन मे' हे'छनाव।

स्वनुॅ र्‌वपुॅ सॅूत्यन म्वल वो'थ पानस।
स्यज़रा पज़रा छावुन मे' हे'छनाव।।

नपुॅ नपुॅ मन ज़ोतुन अँदरय।
किथुॅ पाठ्यन अज़ नावुन मे' हे'छनाव।।

# غزل

مےٚ ہوٚرُم اۄدٕس تٔمِس وۄچھ ما اثَر گو
شہ پردَے وٕوتھ مگر رازس وٕژھر گو

زخم جذبانہٕ کُے للہٕ وِتھ چھُو ہٹُرن
سُوِتھ وۄٹھ دَگ زہٕنی اٙنٛدری قہر گو

شہ شٔمہٕر زَن نہٕ راٙژَن ہٕتر چھُ پٔژلان
گٹوٚ اۄنٛہہم ہٕژر چھوکہٕ لَد جِگرَ گو

گِنٛدُن ہیٚوت تٔمی نہٕ ہمسٲیِس اخبارس
مےٚ ہٕراران ییٚس دوہَے پٕرتھ کانٛہہ پہر گو

حَقس دکہٕ لوٚگ نہٕ زٕژھُن زٕنتہٕ کوکہٕ گو
چَھ سینہٕ بٕنٛج کٕمتھ ہٕگر سینٛس نہٕ سَر گو

# गज़ॅल

मे' होरुम ओ'श तॅमिस वुछ मा असर गव।
सु परदय वो'थ मगर राज़स वछ़र गव।।

ज़खुॅम जज़बातुॅकुय ललुॅविथ छु व्यतरुन।
सुविथ वुठ दग ज़रुॅन्य् ॲदरी कहर गव।।

सु शमाह ज़नतुॅ रॉचन मंज़ छु प्रज़लान।
गटव ओ'नहम मच़र छ्वकुॅलद जिगर गव।।

ग्युंदुन ह्यो'त तॅम्य् ति म्यॉनिस एतुॅबारस।
मे' प्रारान यस द्वहय प्रथ कांह पहर गव।।

हकस दकुॅ लो'ग तुॅ रॅछ़रुन ज़नति क्वलि गव।
छे' सनुॅनुॅच कथ मगर सीनस ति सर गव।।

# اِضطراب

رۄخصَتھ ژٕ کر نقابَس
کرٕہے بہٕ ئمتی شابَس

وَنٕہ ہَے سوٗندرٕ ژٕ پیرٕتھ
تھوٕہَے یِرٕ وَچھ بہٕ شیٖرٕتھ
نیٚنٛدرے ئمتِس رِجنابَس
کرٕہَے بہٕ ئمتی شابَس

سِریٖچ ژٕنَژٕل بہٕ وَنٕہا!
سو تٕہ ئمژٕی گَڑھان تَنٕہا!
مَس چُھکھ ژٕ آب و تابَس
کرٕہَے بہٕ ئمتی شابَس

# इज़तिराब

ख़्वखसथ चुॅ कर निकाबस।
करुॅहय बॅ मॅत्य शबाबस।।

वनुॅहय स्वंदर चुॅ पूॅरिथ,
थवुॅहय यि वछ शीरिथ।
ने'न्दरे मॅतिस जनाबस।।
करुॅ हय बॅ मॅत्य शबाबस।।०।।

सिर्ययिच ज़ुॅच़ल बुॅ बनुॅहा,
स्वति मॅज़्य गछ़ान तनुॅहा।
मस छुख चुॅ आबुॅ ताबस।।
करुॅहय बुॅ मॅत्य शबाबस।।०।।

بۆمبُر وَنیا گُلابَس
عاشَق چھُ گرِدابَس
ساقی پھِران شرابَس
کرٕہے بہٕ مۄتہٕ شبابَس

نۆمیرتھ ژٕ ٹاری تھۆد تُل
باغَس پھولَن وِسَن گُل
دَم سورِ اِضطرابَس
کرٕہے بہٕ مۄتہٕ شبابَس

لاحَد ژٕ بے بَدل چھُکھ
یاوُن ژٕ چھُکھ اَزل چھُکھ
دِتہٕ زہر اَز رَبابَس
کرٕہے بہٕ مۄتہٕ شبابَس

बो'म्बुर वन्या गुलाबस,
आशक छु गिरदाबस।
साकी फिरान शराबस।।
करुँ हय बुँ मॅत्य शबाबस।।०।।

नो'मरिथ चुँ टॉर्य थो'द तुल,
बागस फ्वलन विसन गुल।
दम सोरि इज़्तिराबस।।
करुँहय बुँ मुॅत्य शबाबस।।०।।

लाहद तुँ बेबदल छुख,
यावुन चुँ छुख अज़ल छुख।
दितुँ ज़ीर अज़ रबाबस।।
करुँहय बुँ मॅत्य् शबाबस।।०।।

# غزل

ژلان مۓ نش گو سہ یار ہیوٗنے
جگر گرِتھ بے قرار ہیوٗنے

بہ واد کسنک گیس گرِتھ تس
مگر پریشان بیمار ہیوٗنے

نہ آسنک ظون چھُ ہیون آسُن
نہ بینِہ نہ نتہِ کُنہِ شمار ہیوٗنے

مۓ پڑھ ییشر ودہی ہیچم نہ زٕھرِتھ
سہ تونہِ پڑرِھ ہُند وقار ہیوٗنے

چھِ نغمہِ چانی نہ چانی یاد تھ
چھُ ما کُنے اختیار ہیوٗنے

مۓ آش رِچھ رِچھ چھپے چانہِ ہِنہٕ چی
زُواں چھُ مرِ مرِ امار ہیوٗنے

# गज़ॅल

चलान मे' निश गव सु यार म्योनुय।
जिगर कॅरिथ बे क़रार म्योनुय।।

बुॅ वादुॅ लसनुक गॅयस कॅरिथ तस।
मगर परेशान ब्यमार म्योनुय।।

न आसनुक ज़्वन छु म्योन आसुन।
न ये'ति न तति कुनि शुमार म्योनुय।।

मे' पछ़ यसुॅन्ज वह्य हे'चिम नुॅ रॅछ़रिथ।
सु तोति पछ़ि हुंद व्यकार म्योनुय।।

छि नग़मुॅ चॉनी तुॅ चॉन्य् बावथ।
छु मा कुनुय यखतियार म्योनुय।।

मे' आश रॅछ रॅछ छे' चानि यिनॅुची।
जुवान छु मॅर्य मॅर्य अमार म्योनुय।।

# غزل

اکھ راز راٗنُک ژٔرۍ نتہٕ وَنَے
اکھ راز پگہُک بہ نتہٕ سَنَے

بیٚیہٕ واد نو ہیمہٕ ہَے بینُک
کر یکھ ژٕ بیٚیہٕ نو زاثہٕ وَنَے

اَندرِم مےٚ پانس چھےٚ خبَر
بوزکھ نتہٕ کیا کوتاہ وَنَے

یَہٕ بیٹھ ژٔرۍ شروُتھ ..بور بُن
مےٚ نتہٕ ووت نا ہٕزاران تَنَے

اکہٕ لٹہٕ مےٚ اکہٕ لٹہٕ ہاو ہُتھ
ہہٕر نتہٕ گَلابا سبہٕ چھِنَے

زِندہٕ روزُنک کس چھُے طماہ
بیتہٕ چھی مَران کٲتیاہ زٕنَے

# गज़ॅुल

अख राज़ रातुक चे़' ति वनय।
अख राज़ पगॅुहुक बॅुति बनय।।

बे'यि वादॅु नो ह्यमॅुहय यिनुक।
कर यिख चॅु बे'यि नो ज़ांह वनय।।

अॅदंरिम मे' पानस छय खबर।
बोज़ख ति क्याह कोताह वनय।।

यनॅु प्यठॅु चे़' त्रोवुथ योरयुन।
मे' ति वोत्त ना प्रारान तनय।।

अकि लटि मे' अकि लटि हाव बुथ।
हरुॅ नतॅु गुलाबा बॅुय छनय।।

ज़िंदॅु रोज़नुक कस छुय तमाह।
ये'ति छी मरान कॉत्याह ज़्यनय।।

# غزل

بیٚیتہِ مالِہ لگان مَستانَن ہُنٛد
بہِ چھُ شہرے زَن دیوانَن ہُنٛد

بٔستی ہُنٛد زِیٹھ زَن گوٗنٹ ہوٚت
چھُ حِساب تھوان شُمشانَن ہُنٛد

چھِنہٕ ژھابہِ بہان گُلی شیٖہجارس
یَنہٕ خوف بڈیوٚد طوفانَن ہُنٛد

بیٚیتہِ راتھے بٔستی آس نہٕ اَز
چھِنہٕ نیب نِشانہٕ مکانَن ہُنٛد

چھُنہٕ کاشہِ پشتاوان ووہ ژی دوہہِ رِش
بیٚیتہِ خوٗن گژھان اَرمانَن ہُنٛد

بیٚیتہِ گاہٹلی گاہتی جانا وار
چھِنہٕ دانہٕ کھیوان اِنسانَن ہُنٛد

# गज़ुॅल

ये'ति मॉलुॅ लगान मस्तानन हुंद।
यि छु शहरुॅय ज़न देवानन हुंद।।

बॅसती हुंद ज़्युठ ज़न गोमुत मो'त।
छु हिसाब थवान शुमशानन हुंद।।

छिनुॅ छायि बे'हान कुल्य शे'हजारस।
यनुॅ खोफ बड़्योव तूफानन हुंद।।

ये'ति राथुॅय बॅसती ऑस तुॅ अज़।
छुनुॅ नेब निशानुॅ मकानन हुंद।।

छुनुॅ कांह पशतावान वोंन्य् दोंहदिश।
ये'ति खून गछ़ान अरमानन हुंद।।

ये'ति गाटुॅल्य् गॉमुॅत्य जानावार।
छिनुॅ दानुॅ ख्यवान इन्सानन हुंद।।

# غزل

ژٕھنہٕ بیٚیلہِ دیاوان احساس پٔنُن
نٕھنہٕ دُزٕ ناوان تیٚیلہِ باس پٔنُن

دَگ ژٕٹہِ بیٚیلہِ جِگرَس اَنٛدری اَنٛدری
تیٚیلہِ چھوٚ کرٕ لَد کرِ احساس بٔنُن

وَقٕ بدلَن برٛونٛہہ ژھٹے روخ بدلیے
گو عام شُہ بُس "بوٗ" خاص پٔنُن

دٕوٚ ہیتھ گژھ ژاوُن، مشراوُن
دٕوٚ ہیٚس شہ پٕچھ لوٗہمت لاس بٔنُن

قِسمَت ہُشد چھُپنہٕ تَس اَنرُے کاںٛہہ
دٕوٚ ہیَس دِتھ وُچھ تَس پاس پٔنُن

# गज़ॅल

व्यथ ये ́लि द्यावान एहसास पनुन।
न्यथ वुजॅनावान ते ́लि बास पनुन।।

दग चटि ये ́लि जिगरस ॲन्दुॅर्य ॲन्दुॅर्य।
ते ́लि छ्वकॅलद करि एहसास पनुन।।

वक बदॅलुॅनुॅ ब्रोंठुॅय र्वख बदले ́य।
गव आम सु युस बो ́व खास पनुन।।

दो ́पनम गछ त्रावुन, मॅशरावुन।
दो ́पमस सु छु लो ́बमुत लास पनुन।।

कसमन हुंद छुनुॅ तस असुॅरुय कांह।
दो ́पमस दिथ वुछ तस पास पनुन।।

# غزل

فقط دزوٗنہٕ بہارُک غَم
ہَے چھا نتہٕ بیٚمہٕ شہارُک غَم

چھیٚنِو کرٕ جاے سوٗکھ شانتا
ہَے چھا نتہٕ گرٕ بارُک غَم

بجٲئی چانہٕ ہنہٕ کَس ہُش
ہَے چھُم پنہٕ نے گذارُک غَم

پنُک ہیٚون واد گو دِل سَتھ
ہَے چھا نتہٕ انتظارُک غَم

ہَے وچھ تھلہٕ تھلہٕ گُلن پنہٕ نین
ہَے کراوس شالہٕ مارُک غَم

ہَے باسیوو روشنک خَق ہیٚو
ہَے چھا نتہٕ زارہٕ پارُک غم

# गज़ुॅल

फकत दजुॅवुॅनि बहारुक़ गम।
मे' छा नतुॅ ये'मि शहारुक गम।।

छपुॅन्य् किच़ जाय स्वख शॉन्ती।
मे' छा नतुॅ गरुॅ बारुक गम।।

बजॉयी चानि हुॅज़ं कस रुॅश।
मे' छुम पनुॅने गुज़ारुक गम।।

यिनुक ह्यो'न वादुॅ गव दिल सथ।
मे' छा नतुॅ इन्तिज़ारुक गम।।

मे' वुछ थलि थलि गुल्यन पनुॅन्यन।
मे' कर ओस शालुॅमारुक गम।।

मे' बास्योव रोशनुक हक ह्युव।
मे' छा नतुॅ ज़ारुॅ पारुक गम।।

# امار

فِرٲرۍ دِل گوٚم قرار روٗدُم
مےٚ یَینہٕ شُہ موصوٗم یارَ اَتھِ لوٚگ
مےٚ گرٛنٛد کران وونۍ چھِ یِہٕ ژھٕنیٚن ٹَنٛر
مےٚ یینہٕ شُہ مَژرٕک جہار اَتھِ لوٚگ

قَلم کران گوٚو اِشارٕ خاموٗکھ
جوان مَس گوٚو اَمار ہیٚشونے
اَچھِر تہٕ ہیٚدۍ گےٚ یِہٕ باس ہیٚتہٕ لوٚگ
مےٚ یَینہٕ شُہ کُنژُیک سوار اَتھِ لوٚگ

چھِ ہوشہٕ ڈٔلۍ ہٕنٛز بےٚ گانہٕ بُلبُل
ہِمَن چھُ اَز وُہمہٕ راوُنک بٕلۍ
وُچھو یِمَے رٲوۍ ہٕنٛز چھِ برٛونٛہہ ٹھے
دِلَن اگر اَے مَزار اَتھِ لوٚگ

# अमार

फिरॉर्य दिल गोम क़रार रोवुम।
मे' यनुॅ सु मोसूम यार अथि लो'ग।।

मे' ग्रंद करान व्वन्य् छि परुॅ छे़'न्यन मंज़।
मे' यनुॅ सु मचुॅरुक जहार अथि लो'ग।।

कलम करान गव इशारुॅ खलवख।
चवान मस गव अमार मयोनुय।

अछर ति से'द्य गॅयि यि बास मे'ति लो'ग।
मे' यनुॅ सु कुनिरुक सवार अथि लो'ग।।

छि होशि डॅल्य मुॅत्य ब्यगानुॅ बुलबुल।
यिमन छु अज़ वॅहमुॅ रावुॅनुक बॅल्य।।

वुछव यिमय रॉव्यमुॅत्य छि ब्रोंठुयॅ।
रलन अगर अय मज़ार अथि लो'ग।।

بہِ بے کُسی ہُنٛد چھُ ناز لٲرُن

مےٚ داغ اَشہِ کی اَشی چھُلِم اَز

بہِ نوو مُت مَن چھُ آینَن تَس

مےٚ رایہِ تُمی شۆبہٕ سِنگار اَنہِ لوٚگ

यि बेकॅसी हुंद छु नाज़ ललुॅवुन,।
मे' दाग अशिकी अशी छॅलिम अज़।।

यि नोवमुत मन छु आयतन तस।
मे' रायि तॅम्य सुॅज़ि सिंगार अथि लो'ग।।

# غزل

مَہ کَر دَم پھُٹ اَمارٕژ گَنٛھ
بٔے گانٛن مَنٛز سہارٕژ گَنٛھ

نَہ باوُن کیٛنٛہہ نَہ کیٛنٛہہ بوزُن
یہ ما گٔیہِ لولہٕ نارٕژ گَنٛھ

نہ لولس گَل نہ شَوقس تیٛنٛہہ
تَوے چھِنٛہٕ پانہٕ نٛیارٕژ گَنٛھ

چھِ گاٹس مَنٛز دِہ ہے گاٹلہٕ
کَرَکھ ییٛنہٕ گاٹہٕ جارٕژ گَنٛھ

دِلن بیٛتہٕ آسہٕ وَڈھ گومُت
مَہ کَر تَتہٕ زارٕ پارٕژ گَنٛھ

ژٔے بیٛیمہِ شہرَن دَغا کوٚرنے
مَہ کَر تَتہٕ اعتبارٕژ گَنٛھ

# गज़ॅुल

मॅ कर दम फुट्य अमारुॅच कथ।
बे'गानन मंज़ सहारुॅच कथ।।

नॅबावुन के'न्ह नॅ के'न्ह बोजुन।
यि मा गॅयि लोलुॅ नारुॅच कथ।।

न लोलस कल नॅ शोकस ते'ह।
तवय छे'नुॅ पानुॅ न्यारुॅच कथ।।

छि गाटस मंज़ द्वहय गाटुॅल्य।
करख यिनुॅ गाटुॅ जारुॅच कथ।।

दिलन ये'ति आसि वठ गोमुत।
म कर तति ज़ारुॅ पारुॅच कथ।।

चे़' ये'म्य शहरन दग़ा को'रनय।
म कर तति एतुॅबारुॅच कथ।।

# غزل

ژٕرؠ لوٗگُتھ ووٚنی ژٕلُن اکھ خاب ہیُوٗ زَن
بہٕ ہاران اۆش ستؠ روٗدُم تاب ہیُوٗ زَن

ژٕ نیتھ میٲنِس منس اَندر برابر
مگر دوٗرِ ہر چھُ ژٕلِہ وُن آب ہیُوٗ زَن

طما پانیارکُ نَنؠ کٲشِہ ہُشد غم
چھُ زِنٛدٕ روزُن گوٗمُت سُہلاب ہیُوٗ زَن

سُہ چھُم ہمراز ییٚمی وَنِہ وَنِہ بہٕ کُنِہ نَس
ہٕژِس اپزُٕ بیک دٕلِتھ کیمخاب ہیُوٗ زَن

سوٗرُن گَنٛدھ کیُٚت کرُن کانٛچھُن بؠ مطلَب
مَرُن مارُن ہنوو آداب ہیُوٗ زَن

# गज़ॅल

चे' लोगुथ व्वन्य् चलुन अख खाब ह्युव ज़ऩ।
बॅु हारान ओ'श मे' रोवुम ताब ह्युव ज़न।।

चॅु न्यथ म्यॉनिस मनस अंदर बराबर।
मगर दूर्यर छु चलॅुवुन आब ह्युव ज़न।।

तमाह पानन्यारॅुकुय नय कॉसि हुंद गम।
छु ज़िंदॅु रोजुन गो'मुत सॅहलाब ह्युव ज़न।।

सु छुम हमराज़ ये'म्य् वति वति बॅु कुनॅुनस।
पॅज़िस अपज़्युक वॅलिथ क्यमखाब ह्युव ज़न।।

स्वरुन कथ क्युत करुन कांछुन बे' मतलब।
मरुन मारुन बनोव आदाब ह्युव ज़न।।

# غزل

مےٚ چھُم ازلبس مےٚ چھُم اَز باوٕنک شَر
مَژَر یتھ نَژر سےٚ مَنز راوُنک شَر

ژٕتِس پٔتھ کال نَے برونٛہہ کالٕہ کُے غم
جوانی ہُنز مےٚ پَنٛژھ نَے یاوُنگ شَر

مےٚ منز ژٕے تَے ژٕے منز باسُن گوژھس بے
کٔنے دوٗن، دوٗن کُنے گٔنز راوٕنک شَر

نہ بٔندت کٲنٛہہ ہُنٛد نَے پٲری زانہے
اَماہ ژٕ بے بنٛتی کَس اَژھراونگ شَر

مےٚ دٔرہ ہر چون چھُم باسان قیامت
جگر اندر نُم مےٚ بس ژٕ بے ہاوُنک شَر

# गज़ॅल

मे' छुम अज़ बस मे' छुम अज़ बावनुक शर।
मच़र यिथ मच़रसॅुय मंज़ रावॅुनुक शर।।

च़्यतस पथ काल नय ब्रोंहं कालॅुकुय गम।
जवॉनी हॅुन्ज़ मे' पछ़ नय यावनुक शर।।

मे' मंज़ तय च़े' मंज़ बासुन गो'छुस बॅुय।
कुनुय द्वन, द्वन कुनुय गॅज़ंरावॅुनुक शर।।

न बन्दुत कॉसि हुंद नय पॉर्‌य ज़ानॅुय।
अमाह च़े' सॅुत्य बस रॅछ़रावनुक शर।।

मे' दूर्‌यर चोन छुम बासान कयामथ।
जिगर ॲन्दर्‌युम मे' बस च़े' हावॅुनुक शर।।

# غزل

موٚژہٕ کر فٔرِ باد ، برونٛہہ کُن گاٗنٛسہِ مو دامانہٕ کر
چھُے شٔہر ووٚپرن ہُنٛدٕے مو گاٗنٛسہِ یتِھ یارانہٕ کر

تَھپھ اَتھس کٔرِتھےٚ ژٕرِے کرٕنَے کوچہِ پھُیر پنٕہ ترٲوَنے
ٲنٛزِ لَس چھُے پانہٕ وانُن لبَس تِتھے اَنمانہٕ کر

باوُنک انداز آسِتھ بوزنس چھُنہٕ کانٛہہ مگر
دِل پٔنُن دۄر کرنہٕ پانَے مُشکِلَن دَرمانہٕ کر

بێیتہِ چھِ آدَم خور آدمی شکلِ ہٕنز ووٕنی بٕیلہِ گٔمتی
کس رٕٹوٚ کھوٗرکس وَنو مو لٔبسی تِیَن واٗرانہٕ کر

رَٹھ دَلیس دامَن منگُس ووٕنی بس زۄن آزاد پاٗٹھۍ
زِندگی بٔراو کھ اَتی ووٕتھ ووٕنی تِمے سامانہٕ کر

# गज़ॅुल

मो चुॅ कर फॅर्‌ययाद, ब्रो'न्ह कुन कॉंसि मो दामानुॅ कर।
छुय शहर व्वपॅुरन हुंदुय, मो कॉंसि सूॅत्य यारानुॅ कर।।

थफ अथस कॅर्‌यथुॅय चे़' करुॅनय कोचि फ्‌युर पतुॅ त्रावुॅनय।
मॅन्ज़िलस छुय पानुॅ वातुन बस त्युथुय अनुमानुॅ कर।।

बावुॅनुक अंदाज़ ऑसिथ बोज़ुॅनस छुनुॅ कांह मगर।
दिल पनुन दो'र करतुॅ पानय मुश्किलन दरमानुॅकर।।

ये'ति छि आदम खोर आदुॅम्य् शकलि मंज़ व्वन्य् यलुॅ गॅमुॅत्य।
कस रटव ख्वर कस वनव मो बॅस्यतियन वॉरानुॅ कर।।

रठ दयस दामन मंगुस व्वन्य् बस जुवुन आज़ाद पाठ्‌य।
ज़िंदगी प्रावख ॲती व्वथ व्वन्य तिमय सामानुॅ कर।।

# غزل

وَسہٕ وٕنہٕ سِرٕ ڈیک دوہ نی گاش بہٕ چھُس
نیبہٕ نیپہٕ کرُون آکاش بہٕ چھُس

وُچھ ہیُون عکٕس چھُے ژٕندرس مَنٛز
گیٹہٕ رٲژَن تہٕ کران قاش بہٕ چھُس

نہنادَکھ کتہٕ کتہٕ ناو ژٕ وَن
بیٚیہٕ سَمبیک بارٕ نقاش بہٕ چھُس

گلہٕ زٕلو ژٕے گژھی زٕلو آستھ وُچھ
گُلٕ بولن بُلبُلٕ باش بہٕ چھُس

دوہ راتھ وٕجودس رٲچھ کرِتھ
بیٚتھ گُلزارس نوآش بہٕ چھُس

# गज़ॅुल

वसॅुवॅुनि सिर्ययुक व्वन्य् गाश बॅु छुस।
नपॅु नपॅु करॅुवुन आकाश बॅु छु स।।

वुछ म्योन अकॅुस छुय चॅ़न्दरस मंज़।
गटॅु रॅाच़न ति करान काश बॅु छुस।।

नॅहनावख कति नाव चॅु वन।
ये'मि समयुक बारॅु नकाश बॅु छुस।।

गलि ज़्यव चे' गछ़ी ज़्यव ऑसिथ वुछ।
कॅल्य् बोलन बुलबुलॅु बाश बॅु छुस।।

द्वह राथ वो'जूदस रॅाछ कॅरिथ।
यथ गुलज़ारस नॅव आश बॅु छुस।।

# غزل

تُوگُم نے کینُہِر مۓ نے گو کینُہِر ٹہ حاصِل
وَتے زِیھِٹبیِر زَن گو دُور مَنزِل

ٹِھکانس واٹی کاتیاہ ہمسفر مَیانِ
مۓ باسِیوُد مَنز وَتی بُنھ وَنھ چھ مُشکِل

وُچھم نا راہ گُذر یَینہ برو شہر چھ کاتیاہ
نَن ہُمنے مَنز نہ بِیہر نے مَنز بہ شامِل

پَزر دِلہ گُے گُنم شاباشہ بابَتھ
مَزر اوُنہم تہ پُھٹرتھ ترووہم دِل

خبر آسم سَمے چُھپنہ روزوُن زاتھہ
مگر پانے پَتن بے ڈراس قاتِل

# गज़ॅल

तो'गुम नय के'न्ह में' नय गव के'न्हति हॉसिल।
वतय ज़ेठेयि ज़न गव दूर मॅन्ज़िल।।

ठिकानस वॉत्य् कॉत्यह हमसफर म्यॉन्य्।
में' बास्योव मंज़ वतिय बुथि वथ छे' मुश्किल।।

वुछुमना राह गुज़र पतुॅ ब्रोंन्ह छि कॉत्याह।
न हुमनुॅय मंज़ न यिमनुॅय मंज़ बुॅ शॉमिल।।

पज़र दिलुॅकुय कुनुम शाबाशि बापथ।
मचर ओ'नहम तुॅ फुटरिथ त्रोवहम दिल।।

खबर ऑसुॅम समय छुनुॅ रोजुॅवुन ज़ांह।
मगर पानय पनुन बुॅय द्रास कॉतिल।।

# شیٚچھ

ژَنۍ صُبحکِ مَس چَو وارٕ گُلَو
ژَنۍ شامکِ گَو عالَم تنہا
وَن راز دِلُک دٕ دن لَفظن مَنٛز

ہمراز بَنے ہمرازا بَن
پَتہٕ گَس گَس بوزی سَفرس مَنٛز
اَسی پٔکی یٚودوَے تنہا تنہا

آواز دِژِھ گیٚیہِ مِیٹھ غزل
تُل دادی دِلَس بَنیٚیہِ پانَے بَل
لَفظن ہُنٛد میلُن سَون رَلُن

پَتہٕ گرِژھ نہٕ گرِژھن عالم تَنہا
ژٕبیے رٕٹمے دامَن موٚنگمھ ژٕے
محبوب ژٕ بَن عاشق بَنہٕ بے،
چھس گُل بہٕ نہٕ بَن ژٕے بُلبُل بَس
نتہٕ باسہِ چمَن تنہا تنہا

# शे'छ

संजुँ सुबहुँकि मस चव वारुँ गुलव।
संजुँ शामुँकि गव आलम तनहा।।

वन राज़ दिलुक द्वन लफज़न मंज़।
हमराज़ बनय हमराज़ा बन।।

पतुँ कुस कस बोज़ी सफरस मंज़।
अँस्य पँक्य यो'दवय तनुँहा तनुँहा।।

आवाज़ दिलुँच गँयि मीठ गज़ुँल।
तुल दाँद्य दिलस बे'यि पानय बल।।

लफज़न हुंद मेलुन सोन रलुन।
पतुँ गछ़ि तुँ गँछ़िन आलम तनहा।।

चे़'य रो'टमय दामन मो'गमख चुँय।
महबूब चुँ बन आशक बनुँ बुँय।

छस गुल बुँ तुँ बन चुँय बुलबुल बस।
नतुँ बासि चमन तनुँहा तनुँहा।।

# غزل

بیٚہہ دَما اَنٛدرِم پٔنٛزرِ باوٚے بہٕ دِل ہاوٚے وۄنٕو
راتہٕ کیٚہن زخمن دَگیے دَگ سوٚے بہٕ لللہ ناوٚے وۄنٕو

یٚتھ گرس تٔتھ چانہٕ باپت اوس ہیٚر تہٕ خامہٕ گٔژھ
تمہٕ گرکی اَز دارِ بَر کوچنٕ اندر ہاوٚے وۄنٕو

دٔود میٚے دِل ژٕے نہٕ پۄت ہیٚوتھ تٔمۍ شراو پانس نیٚر گژھ
دار آشہٕ چی دوٚن روٗخن بیٚٹھ مو کھٕتہٕ سۄمبراوٚے وۄنٕو

راوِ بہٕ نہٕ اکِ دوہ نہٕ ژھانٛڈکھ راتھ دوہ گٕل عالس
چشمہٕ لگۍ نٔے درِ نہٕ ہزار کھ پان ما ہاوٚے وۄنٕو

ریٚتہہ گنٛڈِن شیانین امارن دِدی نہٕ اَنٛدری سۄر گوکھ
چاد کیٚتھ آٔسن گوزٕھم کیا مَس پچھلے چھاوٚے وۄنٕو

پاس دِتھ دیبہٕ شُد میٚے وٚونیٚے لوز از بوٚرگ ژٕ روز
باد لۄہ کچار گُ چھیپٔے کیٚہہ شرشر دٕ ژھٕنس پاوٚے وۄنٕو

# गज़ॅुल

बे'ह दमा अॅन्दरिम पज़र बावय बुॅ दिल हावय व्वलो।
रातुॅक्यन ज़खमन दगुॅय दग, स्वय बुॅ ललुॅनावय व्वलो।।

यथ गरस मंज़ चानि बापथ ओस पूॅरिथ खासुॅ कुठ।
तमि गरुॅक्य अज़ दारि बर कोचन अंदर हावय व्वलो।।

दो'द मे' दिल चे'य पो'त ह्यो'तुथ मॅशराव पानस नेर गछ़।
दारि अशिची द्वन रवखन प्यठ म्वखतुॅ सो'म्बरावय व्वलो।।

रावुॅ बुॅति अकि द्वहॅ तुॅ छ़ांडख राथ द्वहॅ कुलि आलमस।
चॅशमुॅ लगुॅनय दरुॅ तुॅ प्रारख पान मा हावय व्वलो।।

रे'ह गॅडुॅन म्यान्यन अमारन दॅद्य तुॅ अॅदंरी सूर गोख।
चाव क्युथ आसुन गो'छ क्या मस फुलय छावय व्वलो।।

पास दिथ दयि सुंद मे' वो'नमय बोज़ अज़ योरुक चुॅ रोज़।
याद ल्वकुॅचारुक छुयय के'ह ब्रुॅन्ज़्य च्यतस पावय व्वलो।।

# غزل

غزل لیکھٕنکۍ وۄنۍ چھِ انداز کٲتیاہ
چھِ بادان تہِے بٲدۍ ہتۍ راز کٲتیاہ

لوٗ ژر لوٗگ خیالَن اَچھ زَنہٕ ژھوکان گوٗ
دِلس منٛز گرٛزان گیہٕ بٔے سوٗ رساز کٲتیاہ

نہٕ ژٔرھ زِندگی ہنٛز نہٕ پٔژھ سکالہٕ پکہٕ پیچ
کران نونٕہ لسنٛک چھِ آغاز کٲتیاہ

چھُ بدلے گوٗمٕت اَز بیہِ تأثیر ہوٗک
مَران گۓ کران نونٕہ پرَواز کٲتیاہ

# गज़ॅल

गज़ॅल लेखुँनुँक्य व्वन्य छि अंदाज़ कॉत्याह।
छि बावान तिमय बॉव्य मुँत्य राज़ कॉत्यह।।

ल्वच़र लो'ग खयालन अछर ज़न छ्वकान गॅय।
दिलस मंज़ ग्रज़ान गॅयि बे'स्वर साज़ कॉत्याह।।

नॅ यछ ज़िंदगी हुँज़ं नॅ पछ कालुँ पगुँहुँच।
करान तोति लसनुक छि आगाज़ कॉत्याह।।

छु बदलय गो'मुत अज़ यि तॉसीर हवुँहुक।
मरान गॅय करान तोति परवाज़ कॉत्याह।।

# غزل

بدی نیکی ہےٚ کیا گنزرنی سوٗ ران کُس کیا نہٕ کمی کیا کوٚر
بہٕ چھُس ژٕ ژندرم نہٕ پرزلُن چھُم کرکھ کوناہ ژٕ گاشس ٹھوٚر

بہٕ چھُس شٲنٕل نہٕ بییہٕ نیرمِل بہٕ پرزلان راٗژہٕ نے اندر
ہےٚ کرمَس راہٕ سی چھم چھُس پکان نیتھ تارگن لرِ لوٚر

زہر چوٚن چیتھ سُہ وینزاوُن نہٕ شرو پرُن اثر ہنکی پاٗ ٹھلن
بہٕ چھُس ثنکر ہےٚ وِزِ وِزِ مُشکلن منز پان حاٗفِر کوٚر

یوہ گوٚ ہیتھ لوگمُت داوس بہٕ زار لو زار ہینجرِ تے ہیتھ
بہٕ چھُس "دُروہ پدی" ودہ ندس چھُم دَے تمی پانٕے ہےٚ اَتھ روٚٹ کوٚر

مُہیتھ اَتھ کیا ژٕ نکھ گرِ بار یا دَھن یا اٲہری میشاگٕنی
بہٕ چھُس آمُت ژھورُے بے شک مگر پرُوُن ہیٔسی ژئی ژھوٚر

بہٕ چھُس ریٛوش شوہ دہےٚ آزارا وینزارن منز تہٕ شرو ژر چھُم
گِشدیم سنزرس تہٕ بنزرس کاشہہ سُہ زانُن یاٗنی پانَس پھوٚر

# गज़ॅल

बॅदी नीकी मे' कयाह गँज़रुँन्य,
स्वरान कुस क्याह तुँ कॅम्य क्याह को'र।
बुँ छुस चॅन्द्रम तुँ प्रज़लुन छुम,
करख कोताह चुँ गाशस ठो'र।।
बुँ छुस शीतल तुँ बे'यि न्यर मल,
बुँ प्रज़लान रॉच़नुँय अन्दर।
मे' कर्मस राजुँसी छम छुस,
पकान न्यथ तारुँकन लरि लो'र।।
ज़हर चो'न च्यथ सु व्यतुँरावुन,
तुँ श्रो'परुन अमर्यतुँक्य पॉठ्यन।
बुँ छुस शंकर मे' विज़ि विज़ि,
मुशकिलन मंज़ पान हॉज़िर को'र।।
य्वगव प्यठुँ लोगमुत दावस बु,
ज़ार्यव ज़ारुँ पे'जनुँय प्यठ।
बुँ छस द्रोंपदी व्वंदस छुम दय,
तॅमी पानय मे' अथुँ रो'ट को'र।।
मुहिथ अथुँ क्याह चुँ निख गरुँबार,
या धान या अॅमीरी म्यॉन्य।
बुँ छुस आमुत छो'रुँय बेशक,
मगर पुरुँवुन पे'यी चे'य छो'र।।
बुँ छुस र्यो'श स्यो'द मे आचारा,
व्यचारन मंज़ ति श्रोचर छुम।
गिन्धम स्यज़रस तुँ पज़रस कांह,
सु ज़ॉनिन पॉन्य् पानस फो'र।।

# غزل

کٔنِنھ احساس ڈٕو بہٕم بس چھِ تٕہ تھٕدی وشٕرارن واکی
مٕے کیٛتھ گٔے آسے کانٛچھان راتھ دِین رٕسہ رٕسہ مٕے مارنٕ واکی

ہٕوٚنگم وٕنہٕ پوٚد مٕے ژٕلہِ نس کیٛتھ بہٕ اوسُم راوٕنک ارمان
مگر ییٚنہٕ برو ٹھٕہر مٕے ٹرادِکھ کم سِتمگر کیٛتی ژھارٕن واکی

مٕے یکٕپجہٕ زندگی ہیٚنز اکھ خوٚشی اکھ خاہِشا مٕنٛج مٕکھ
ڈٕو پکھ بیٚنہٕ چھِی مران دٕہ ہٕرِش وٕنن ییٚٹھ دوہ گذارن واکی

ہِشیٚتی راج گو جذباتوٕ ہیٚوت یاگٕز پانٕے پوٚت
بڈٕین شہرن اندر چھِی نالہٕ سٕاتیا کٕم چھِ نارن واکی

کرد زِنٛد روزِنچ آہی کٔمِس بیٚنہٕ کالہٕ یکہٕ ہیج پٕزھ
چھِ ماران یِم فقط کیٛتھ زن چھِ آدم زِیادٕ مارن واکی

# गज़ॖल

कॖनिथ ए'हसास दो'पहम बस छि तिम थॅद्य थॅद्य व्यच़ारन वॉल्य्।
मे' क्युत गॅय आय कांछान राथ द्यन रसॖ रसॖ मे' मारन वॉल्य।।

मो'गुंम वति पो'द मे' च़लॖनस क्युत यि ओसुम रावनुक अरमान।
मगर पतॖ ब्रो'न्ह मे' त्रॉविख कम सितमगर कूत्य् छ़ारन वॉल्य।।

मे' पगहॖचि ज़िंदगी हॖज़ं अख खो'शी अख खॉहिशा मॅजंमख।
दो'पुख ये'ति छिय मरान दोंहदिश वतन प्यठ दोंह गुज़ारन वॉल्य्।।

मिशीनी राज गव जज़बातॖवॖंय ह्यो'त पॉन्य् पानय पो'त।
बड्यन शहरन अंदर छिय नालॖ कॉत्याह कम छि तारन वॉल्य।।

करव ज़िंदॖ रोज़ॖनॖच ऑही कॅमिस ये'ति कालॖ पगॖहॖच पछ़।
छि मारान यिम फकत केंच़न छि आदम ज्यादॖ मारन वॉल्य।।

# غزل

رِوان دِل رٲوِتھ ژٕنٛتھ کیا وَنے دگہِ ژٕٹ مٔے زَن ہَن ہَن
چھِ ؤنھۍ ہنٛز کرٲلؠ اَز ژٕرانِن نوٚہن تَتے آمرِ ہٕنے زخمَن

ٹنگان چھُنہٕ اۄوش تہٕ ہارُن بیٚبلہِ ژٕلان ٹھکھ نتھ بُنَن کاشرھا
گژھان گلہِ زلو قدم رٔذِتھ لگان بیٚبلہِ پاہٕ نیارس ژٕھلن

چھُ بَس وَنہٕ ہاوکُے ژٕرآدِتھ ژٕلان ہمٕژ باگ وَنہٕ تیے ہیٚٹھ
تمِس چھا کانٛہہ پرٛدہ پیٚنہٕ وانہٕ ناوان پوٚرِ ہمٕژ ہلس وَن

زِٹھلن ہُنٛد سایہِ شبٕہجارا ہُچھ بخٔتا وارِ ہنے پلوشان
نہ مانُن کرِ ہتے ہُنٛد رَنٛڈ دَزان تَس ناہ ہٕ سَتنِن تَنن

شُہ ہرِ کیا بَس امرِ وٲنی رِدوان چھُپے مٲج کوہ چھِ للہٕ وان
مَنس تَس شک ژٕلان سٲری ڈُہکس چھُپے ہرِ ہرِ تَس ہیژ زلَن

# गज़ॅल

रिवान दिल रॉवमुॅच़ च्यथ क्या वनय दगि चॅट मे' ज़न हनहन।
छि वॅथ्य मुॅत्य क्रॉल्य अज़ प्रान्यन तय नवव्यन तय आमिनुॅय ज़खमन।।

तगान छुनुॅ ओ'श ति हारुन ये'लि च़लान टुॅख निथ पनुन कांछ़ा।
गछ़ान गलि ज़्यव कदम रूज़िथ लगान ये'लि पानुॅन्यारस छ़्यन।।

छु यस वतुॅ हावुॅकुय त्रॉविथ च़लान मंज़ बाग वतुॅनुॅय प्यठ।
तॅमिस छा कांह परुद पतुॅ वातुॅनावान पूरुॅ मॅज़िलस वन।।

ज़िठ्यन हुंद सायि शे'हजारा छु बख्तावारुॅ नुॅय पोशान।
नॅ मानुन करमनुॅय हुंद दंड दज़ान तस नारुॅ सूॅत्यन तन।।

सु मरि क्या यस अमर वॉनी दिवान छय मॉज क्वछि ललुॅवान।
मनस तस शक च़लान ड़्यकस छुय सिर्ययि तस प्रज़लान।।

# غزل

أزِ ژٕ پیٚیہِ راتھ ہیٚتھی وٚونہٕم نیٚتھ ژٕلرِ آنہِ وٚقتس ہیٚتھ
لٚجس زَن ژٕینہٕ دٕنی پٕنٛژ کھیٚیہِ ژٕیا ہرِی ہِ وٚقتس ہیٚتھ

مٕے دٕوہیٚس ہیٚزرِ ہیٚنہِ نے ژھیے زٕرے قیٚمتھ شولہِ ماران ووٕنی
تہٕ دٕوہیٚنم پان گالِتھ وٕچھ مرٕ کرٕ بٕا رشک بخنٕس ہیٚتھ

مٕے زٕڈمس کھورتہٕ ہٕرٕژ ھٕمس أچھ ڈٕینہِ کیا کیا پوٚرتھ اندری
نہٕ دٕوہیٚنم سادہِ کاژٕا ژھکھ مَرٕ گژٕھ ییتھ سادہِ زٕختس ہیٚتھ

مَرٕ گژھ ہیٚاہٕین کتھن ہٕژ زناو پیٚنہِ نے باوٕ گٕے تھٕزرا
مٕے دٕوہیٚس چھٕس نہٕ نیٚژٕا چاٹرٕ کرٕ روغن ہرٕ موخٕتس ہیٚتھ

کران اوٚہ اوٚہ چھ ہیر دگہِ ہیٚتھ ہیمن کیا باس دٔگ کیا گے
چھ ژھیٚنٛچ دگ پتا ژسرِ لیٚس ہوان ہنہِ واے پوٚختس ہیٚتھ

# गज़ॅल

ॲज़िच पे'यि राथ पे'ठ्य वो'ननम ने'न्दुर चलि ऑनि वक्तस प्यठ।
लॅजिस ज़न चेनुॅ वन्य पगॅहुॅच, खसी त्या सिरियि वक्तस प्यठ।।
मे' दो'पमस स्यज़ॅस पनुॅने छुय चे' कुॅसमथ शेलुॅ मारान वोंन्य।
बुॅ दो'पनम पान गॉलिथ वुछ मुॅ कर बॅल्य् रश्क बखतस प्यठ।।

मे' रॅट्यमस ख्वर तुॅ प्रुछमस ॲछ वॅटिथ क्या क्या पो'रुथ ॲदंरी।
तुॅ दो'पनम सादुॅ कॉचाह छख मॅ गछ यथ सादुॅ रखतस प्यठ।।

मॅ गछ म्यान्यन कथन प्रज़ुॅनाव पनुॅने बावुॅकुय थज़राह।
मे' दो'पमस छस नुॅ तीचाह चॉर, करुॅ रोगन बुॅ मोंखतस प्यठ।।

करान ओ'ह ओ'ह छि पर दगि प्यठ, यिमन क्या बास दग क्या गॅय।
छे' ज़खमुॅच दग पताह तॅस्य युस प्यवान बुथि वाय प्वखतस प्यठ।।

# غزل

ژٕبِنہٕ وَن دِگرِ شہرٕ تہٕ دَگرِ ہُنٛد باس مَنگ
بیٚیلِ منگُن چھُے اَتھٕ تَلِتھ کیٚہنٕہ خاص مَنگ

دوٗن تہٕ ژوٗن شہر گَتھ گرِتھ اَتھِ کیا لیٚبی
ہَیتہٕ بدٕن شہر نژاو گَتھٕ لَھ ساس مَنگ

نوِ یوٗژ نیا مَتھ مشیٖنی زِندگی
ژٕنتھ تہٕ وۄنٛد مَنگ بیٚیہِ وۄنٛدک احساس مَنگ

دۄکھ چھُ سہلے، سۄکھ چھُ وَنٕراوُن محال
شاد روزٕکھ پوشہِ دُن اَتھٕ واس مَنگ

# गज़ॅल

चे़नुॅवन दगि हुॅज़ तुॅ दगि हुंद बास मंग।
ये़लि मंगुन छुय अथुॅ तुलिथ के़हं खास मंग।।

द्वन तुॅ च़्वन हुॅज़ं कथ कॅरुॅथ अति क्याह लुॅयी।
हतुॅ बद्यन हुॅज़ं त्राव कथ लछ सास मंग।।

नवि य्‌वगुॅच न्यामथ मिशीनी ज़िंदगी।
च्यथ तुॅ व्वंदुॅ मंग बे़यि व्वंदुक ऐहसास मंग।।

द्वख छु सहलुॅय, स्वख छु व्यतुॅरावुन महाल।
शाद रोज़ख पोशिवुन अथवास मंग।।

# شوٚر

دَس بَہارُک وۄتھِ پٕہ آرَن
ووٚلہٕ شَہارَن مَنٛز بسَو
سٲری بیٚنہٕ کُنٛزٕ رٕکی زہارَن
ووٚلہٕ شَہارَن مَنٛز بسَو

بیٚنہٕ چھِ کھنٛڈٕ ہیر کیا گرٕ
بٔسی تیٚن ہُنٛد چھُپنٕہ نِشان
بیٚنہٕ چھُ چھوکھ لوٗگمُت اَمارَن
ووٚلہٕ شَہارَن مَنٛز بسَو

نَے فصِل نَے تزٲلِش کوٚلہٕ نے
نَے چھُ کادَن ہُنٛد گوٗن
بیٚنہٕ ہُرد لوٗگ وِہرِ وارَن
ووٚلہٕ شَہارن مَنٛز بسَو

# मशवरुँ

दस बहारुक व्वथि नुँ आरन,
व्वलुँ शहारन मंज़ बसव।
मॉर्‌य ये'ति कुनिरुँक्य जूहारन।।
व्वलुँ शहारन मंज़ बसव।। ०।।

ये'ति छि खडंर येरुँ कया गरुँ,
बॅस्यतियन हुंद छुनुँ निशान।
ये'ति छु छ्‌वख लो'गमुत अमारन।।
व्वलुँ शहरन मंज़ बसव।। ०।।

नय फसुँल नय त्रेश क्वलुँनुँय,
नय छु कादन हुंद ग्यवुन।
ये'ति हरुद लो'ग वीरि वारन।।
व्वलुँ शहारन मंज़ बसव।। ०।।

بیٚہِہ نا ہشز باگ گُنِہ بجِہ
تَرٹکرِ پیٹھ شہرس اندر
ہرِ ہٕنہ نیرِ ہم اَخبارَن
ووہلِہ شہارَن تَمشز لبسَو

سورنس گُنٛہ رَن ہئے مورُم
آڈہِ ہے اَحساس ہیٚنتھ
زٕیادٕ مورُس گاہِٹہ جارَن
ووہلِہ شہارَن تَمشز لبسَو

बे'हमुँना मंज़ बाग कुनि बजि,
सड़कि प्यठ शहरस अंदर।
मरुँ तुँ नेर्यम अखबारन।।
व्लुँ शहारन मंज़ बसव।।०।।

मोरुनस कुन्यरन मे' मोरुम,
आदुँमुँय एहसास ह्यथ।
ज़्यादुँ मोरुस गाटुँ जारन।।
व्लुँ शहारन मंज़ बसव।।०।।



